روپے 110/-

# قصیدہ بُردہ

از

## تاج الادباء حضرت شیخ امام محمد شرف الدین البوصیری الدلاصی

فارسی ترجمہ

اَز

حضرت مُلا محمد عبدالرحمن جامی

رحمۃ اللہ علیہ

کأشُر ترجمہ

اَز

ڈاکٹر رشید نازکی

پروفیسر شعبہ کشیری، کشمیر یونیورسٹی

تابش پبلی کیشنز سری نگر

مہتمم ——— سیّد مجتبیٰ علی احمد اندرابی

خطاط/سرورق ——— معراج ترکوی

گوڈنیُک چھاپ ——— جنوری ۱۹۹۲ء

تعداد ——— ۱۰۰۰

چھاپ خانہٕ ——— شالیمار آرٹ پریس سرینگر

موٗل ——— ۵۱، رۄپیہ

# عرضِ ناشر

یہ چھ پزٕی پاٹھۍ اللہ [illegible] سُند کرم زِ مےٚ پیٚو جناب ڈاکٹر رشید نازکی سُند ترجمہ
قصیدہ بردہ شریف [illegible] پرنٕچ سعادت نصیب۔ یُہس رٕتہٕ کالہٕ پیٹھۍ یہ دوہہ
جناب نازکی [illegible] مےٚ یہ خوش خبر بوزنٲوِ زِ تِم چھِ قصیدہ بردہ شریفُک کاشُر منظوم
ترجمہ کران [illegible] بوزناوکھ پننہٕ مخصوص لیہہ منز اَکھ کینہہ شار، جذباتن [illegible] پیٚز سو
کیفیت کر[illegible] پٔھرن یِچھ بہٕ زبوے مٔے اوس لوکچارٕ پیٹھٕ یہ قصیدہٕ شریف [illegible] عربی زبانہِ
[illegible] تہٕ پوٚرمت تہٕ اکھ فارسی ترجمہ تہٕ اوسُم نظرِ گومت، اما پوٚز کاشُر
ترجمہ بوزان باسیوو زِ نہٕ تہٕ بہٕ گوڈنچہ لٹہِ یہ قصیدہ بوزان چھس امہ کِس شارن ہندی
ہم جہتہ آیہ نہٕ مٔے اوقات درِ ہتھ آمژ، یِم مٔے گوڈنچہ پھِرِ نازکی صٲبنس ترجمس
منز نظرِ گے۔ نازکی صٲبن چھِ اتھ ترجمس منز تِم لوکٕتہٕ وُبژھناوِ متہِ تہٕ تِم پہلو
گاشرٲوِ متۍ، یِم یودوے زاصلی قصیدہٕ شریفس منز موجود چھِ، اما پوٚز مٔے
ہوٚن کم سوادن ہنزِ واچھونہِ آسِ دٮ۪ک تام ژھایہ۔

پریتھ زبانۍ ہنزِ شاعری چھُ پننۍ اکھ مزاز آسان تہٕ محض لفظن تہٕ اچھرن ہنزِ زانکاری
تہٕ ذہکو بہٕ آسی گژھ زبانۍ ہُند مزاز زانُن۔ نازکی صٲبن چھِ اتھ ترجمس منز عربی لفظو
بجایہ کاشرۍ لفظے یاتۍ ورتاوِ متۍ، بلکہ چھک پور قصیدہٕ شریف کاشرِ وُمت تہٕ اوے
کنٕ باسیوو مٔے یم کاشرۍ شار یِنہ سیوٚد میانہ ذہنہٕ پیٹھ دِلس تام واتان تہٕ اکھ
ضرب لایان۔ تہٕ سو کیفیت پادٕ کران یوٚسہ لولہٕ والین ذکرِ نبی صلعم پادٕ گژھتھ
تہنزِ واچھو کنٕ خون ہرِتھ نبی ہُندِس دربارس منز لولہٕ ڈالۍ بنتھ چھنہ پیش پدان۔
یوہے وجہ چھُ زِ مٔے ہیوٚت جناب رشید نازکی صاحبس یہ کاشُر ترجمہ چھاپنک
اجازت، تنا ایں کر یہ واتہٕ کٔشیرِ ہندین عاشق رسولن تام تہٕ تِم تہٕ سپدن امام بوصیریؒ
ہندِس قصیدہ شریفکین ظاہری تہٕ باطنی خوبیو نشہِ زانیاب۔ اللہ تبارک تعالیٰ
دِین جناب رشید نازکی صاحبس اتھ لولہٕ مزدورِ رٔت تہٕ پوشہٕ وُن اجر۔ تہٕ پرن والین
دِین خوفہٕ تہٕ ہراسہٕ نشہٕ نجات تہٕ کرُن پننِس ٹاٹھِس نبی ہُندِس رحمتس تہٕ شفاعتس
وۄمیدوار۔

هُوَ الْحَبِيبُ الَّذِي تُرْجَى شَفَاعَتُهُ
لِكُلِّ هَوْلٍ مِنَ الْأَهْوَالِ مُقْتَحَمِ

محمد امین اندرابی

## پیشِ لفظ

بَلَغَ الْعُلیٰ بِکَمَالِہٖ    کَشَفَ الدُّجیٰ بِجَمَالِہٖ
حَسُنَتْ جَمِیْعُ خِصَالِہٖ    صَلُّوْا عَلَیْہِ وَاٰلِہٖ

نعت لیکھٕن یا نعتس شعرس نثرٕ ترجمہ کرُن چھُ نیک وقت اکھ سٹھاہ مُبارک تہٕ مسعود کام تہٕ ہستی مشکل تہٕ دشوار کام تہٕ۔ یہِ چھُ تخلیقی فنکارس بٕندِن دۆن وصفن ہُنٛد اکے وقتہٕ امتحان کران۔ اکھ تمی سُند حُبِ رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلم یُس دینی زندگی ہُنٛد رُوح، زُوزتہٕ تہٕ لُبِ لُباب چھُ۔ دۆیم تمی سٕنز شاعرانہٕ صلاحیت یُس محنتہٕ تہٕ کسبہٕ سٟتۍ حاصل چھنہٕ سپدان بلکہ چھےٚ سراسر خُدایہ پاک سٕنز عنایت آسان۔ انسان ہیکہِ اَتھ وہبی قابلیتس محنتہٕ سٟتۍ پھانپھلاوِتھ تہٕ بارٕس اَنِتھ مگر اگر یہٕ قابلیت تَس اندر ٹِکی موجود آسِنہٕ تیٚلہٕ کیا کرِ؟ سائنس بُزرگ شاعر تہٕ ادیب ڈاکٹر رشید نازکی صابس منز چھِ خدایہ سٕندِ فضلہٕ سٟتۍ یِم دۆشوٕنۍ وصف کماحقہ' موجود۔ شاید چھُ یُہے وجہ کہ کاشُر ادبس کُس تاریخس منز کرُ گوڈنچہ پھِرِ ینمہٕ اللہ تعالیٰ ہٕنز قصیدہٕ بردہ شریفُک ترجمہ کرنچ سعادت عطا۔

یِتھ ترجمس پیٹھ قلم تُلنہٕ وِزِ چھُ مےٚ اندرینہٕ کمتری، خاکساری تہٕ علاوٕ تِہی دامنی ہُند احساس تھر تھر پادٕ کران۔ ذکر چھُ تمہ بارگاہِ قُدسُک یتہٕ کُمن کُمن خُدامستن شہہ چھُ رٔٹِتھ گژھان سہ

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر
نفس گُم کردہ می آید جنید و بایزید اینجا

یعنی بارگاہ اقبالہ بٕندِن لفظن منز پیٹھ راہرو سُند مقام تہٕ منزل چھِنہٕ تہٕ یِتھ اُندۍ اُندۍ سارے کاینات طواف چھےٚ کران تہٕ یتھ اقبال

سوز و مستی پنٛدِس عالس سنٛز سوٗرے کینہہ گنٛز ران چھُ سہ

نگاہِ عشق و مستی میں وہی اوّل وہی آخر
وہی قرآں وہی فرقاں وہی یٰسیں وہی طٰہٰ

یتھ متعلق سون نادم صاب پننِس خاص عشقیہ اندازس سنٛز یتھ پاٹھۍ وَنان چھُ سہ

نعلین کرہا مُتھ کس دالس
جرہس یم زے لعلِ رخشان
ییہ ناتہ لاگہ نا پاین حالس
سوز بہ استقبالس جان

یَیمہ کہ تعریفُک حق ادا کرنہٕ نِشہٕ غالبن ہی عظیم تخلیقی فنکارن تہ قادر الکلام شاعرن بے بسی ہند اظہار کوٗر۔

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذات پاک مرتبہ دانِ محمد است

غرض یمہ بارگاہِ ہندِ رتبہٕ عالیہ خاطرٕ آخری لفظ یوٗہے چھُ زِ سہ

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

مےٚ ہیوٚ بے عمل تہ سیاہ کار چھا اَتھ لایق زِ تمہِ تھِس پاک تہ مقدس موضوعس پیٹھ قلم۔ اگر یمِس محبوب نبی سُند حکم آسِہے تہٕ زِ بزرگن ہند حکم پنٛژ کرِو تعمیل مےٚ ہیوٚ گوناہ گار غلامِ غلامانِ محمد ﷺ کرِہ ہے نازکی حالن حکم بجا انٕنچ جرٲت۔

اسلامی زندگی ہند محور و مرکز تہ روٗح چھُ نبی رحمت صلی اللہ علیہ وسلمن ہند محبت۔ پانہٕ فرمووُکھ:

لَا يُؤْمِنُ اَحَدُكُمْ حَتّٰى اَكُوْنَ اَحَبَّ اِلَيْهِ مِنْ وَّالِدِهٖ وَوَلَدِهٖ وَالنَّاسِ اَجْمَعِيْنَ۔ (بخاری و مسلم عن انس رضؓ)

(توہہ منٛز نیکہٕ تہ تَوٗت تام کانٛہہ شخص مومن آستھ یوٗت تام بہٕ تمِس پننِس ماجِ پننِن اولادن تہ دُنیہکِین تمام لوکن ہندِ کھوتہ زیادٕ ٹوٹھ آسہ)

تہٕ ربِ ذوالجلالن چھُ پننِس کتابِ پاکس منز یہِ تعلیم پھِر پھِر ورتھاونہٕ آمٕژ۔ سورۂ نساءہس منز چھُ ارشادِ باری:

فَلَا وَرَبِّكَ لَا يُؤْمِنُوْنَ حَتّٰى يُحَكِّمُوْكَ فِيْمَا شَجَرَ بَيْنَهُمْ ثُمَّ لَا يَجِدُوْا فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ حَرَجًا مِّمَّا قَضَيْتَ وَيُسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا ○

قسم چھےٚ تس ربٕنٕد یا محمد (صلی اللہ علیہ وسلم) توٚہۍ تام چھِنہٕ یِم مومن لگِتھ تام تہٕ یِنہٕ تام مسلن منز یِم توٚہۍ فاصلہ کرن والۍ بناون تہٕ تمہِ پتہٕ گژھِ نہٕ تہندِ کٔرِ فاصلہٕ ستۍ دِلس کانہہ گرانی بلکہ کرن توٚہۍ بروٚنٛہہ کنہِ سرِ تسلیم خم۔

سورۂ احزابس منز چھُ رب فرماوان:

وَمَا كَانَ لِمُؤْمِنٍ وَّلَا مُؤْمِنَةٍ اِذَا قَضَى اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗٓ اَمْرًا اَنْ يَّكُوْنَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ مِنْ اَمْرِهِمْ

(کانٛہہ مومن مردس یا مومن زنانہِ ہندِ خاطرٕ چھِنہٕ یہِ جایز کہ ییلہٕ زن خدا تہٕ خدایُن رسول کُنہِ معاملُک فاصلہ کرِ پتہٕ کیاہ روزِ تمس پننِس معاملس منز پانہٕ فاصلہ کرنُک کانہہ اختیار)

سورۂ حجراتس منز چھُ مسلمانن تنبیہہ یوان کرنہٕ کہ تہندِ آواز تام گژھِ نہٕ نبی سندِ آوازِ کھوتہٕ زیادٕ بوٚڈ آسنۍ نتہٕ تہندۍ سارے عمل گژھن برباد:

يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَرْفَعُوْٓا اَصْوَاتَكُمْ فَوْقَ صَوْتِ النَّبِيِّ وَلَا تَجْهَرُوْا لَهٗ بِالْقَوْلِ كَجَهْرِ بَعْضِكُمْ لِبَعْضٍ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُكُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ

ایمان دارو نبی سنٛزِ آوازِ کھوتہٕ مہ کٔرِو پننۍ آواز بُلند، نہ مہ کٔرِو تمن ستۍ تِتھۍ پاٹھۍ بڑٕ بڑٕ کتھ یِتھ پاٹھۍ پانہٕ وانۍ اکھ اکس ستۍ کتھ چھو کران، یِتھنہٕ سارِنۍ عمل ضایع گژھن تہٕ توٚہۍ لگِو نہٕ خبرے تہِ۔

اتھی ستۍ چھُ اسلام اَسہِ یہِ تعلیم تہٕ دِوان کہ نبی سُند درجہ بڑا دِتھ گژھِ نہٕ خدا بناوُن۔ محمد صلی اللہ علیہ وسلم (تمن پیٹھ سانۍ زُوجان تہٕ سون ہر کانہہ چیز قربان) آسۍ خدایہِ سندۍ بندہ تہٕ رسول تہٕ یوہے چھُ اسلامُک

کلمۂ شہادت اَشْھَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُہٗ وَرَسُوْلُہٗ۔

قرآن چھُ ونان:

وَمَا مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ اَفَائِنْ مَّاتَ اَوْقُتِلَ
اَنْقَلَبْتُمْ عَلٰٓی اَعْقَابِکُمْ۔

محمد (صلی اللہ علیہ وسلم) چھُ فقط رسول خدا اگر تِمہند انتقال سپدِ یا تِم بدرجۂ شہادت واتن تِہ کیا پھِرِو واپس دینس نِش تۄہۍ؟

یِتھ پاٹھۍ چھُ اللہ تعالیٰ نبیس حکم فرماوان۔

قُلْ اِنَّمَآ اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُکُمْ یُوْحٰٓی اِلَیَّ اَنَّمَا
اِلٰھُکُمْ اِلٰہٌ وَّاحِدٌ۔

فرماوِو (یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم) بہٕ چھُس تُہندی پاٹھۍ انسان۔
یِمس پیٹھ وحی چھِ نازل سپدان زِ تُہند معبود چھُ اکھ واحد خُدا۔

یۄہے وجہ چھُ یِمہٕ دُنیہچہ زندگی ہندِ ن آخری دۄہن منز آسی سانِس نبیس یہے فکر دامنگیر کرِ میانہِ اُمت گژھِ نہٕ میانہِ قبرِ سجدگاہ بناوِنۍ۔

محبت تہٕ احترام رسولس متعلق اسلامچ یہ متوازن تعلیم چھےٚ اَسہِ سو کھوٚٹ فراہم کران یَتھ پیٹھ اَسہِ نعتیہ شاعری پرکھاوِنۍ پزِ۔ یَتھ رۄِ دا ئیک فنی تہٕ شعری پہلوٗ تہٕ سٕہ یہِ ادبی معیار وسِتی سرٕ کھرہ کرنہٕ۔

یۄت تام موادک تہٕ فکرِ ہند تعلق چھُ قصیدۂ بردہ چھُ خالص اسلامی فکرِ ہند آئینہٕ دار۔ اسلامس منز توازُن روحس تہٕ مادس، دنیاہس تہٕ عقباہس، نفس پرستی تہٕ نفس کُشی اندر قایم کوٚرمُت چھُ تہٕ چھُ اَتھ ئیک سارِوے کھوٚتہٕ بوٚڈ امتیازی نشان تہٕ قصیدۂ بردہ چھُ اَمہِ توازنُک بہترین عکاسی کران۔ حضورن ہنز جامع کمالات تہٕ متوازن زندگی ہند عکس چھُ نہایت خوبی تہٕ حسنہٕ سان قصیدس منز پیش آمُت کرنہٕ۔ چنانچہ یِتہِ زن اکہ طرفہ تہند زہدُک، عبادت گذاری، فاقہ مستی تہٕ دُنیا نِشہٕ کامل بے رغبتی ہنز ذکر کرنہٕ آمُت چھےٚ تِتہِ چھُ اکھ ستی تہند ین انقلابی تہٕ معرکہ آرا کارنامَن ہند تہٕ دلپذیر تذکرہ۔ یِمو کارنامو منز اوس

اکھ عظیم کارنامہٕ اصحابن (رضوان اللہ تعالیٰ علیہم اجمعین) ہنز بۄ پاکباز تہٕ انقلابی جماعت تیار کرٕنۍ یمو پتہٕ سورے تہہ و بالا کوٚر۔ یتھ پاٹھۍ لیٛس انقلاب حضورو انسانی تاریخس منز پادٕ کوٚرُ چھُ دشمنن ہنزن نظرن منز تہٕ سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ بے نظیر۔ اَمہِ نقطۂ نظرٕ چھُ قصیدہ بردہ حضورن ہنز شخصیت یتھ پاٹھۍ پیش کران؛

اَحَلَّ اُمَّتَہٗ فِیْ حِرْزِ مِلَّتِہٖ
کَاللَّیْثِ حَلَّ مَعَ الْاَشْبَالِ فِیْ اَجَمِ

زنتہٕ سہہ سِنٛز بچن رٔچھن پالان
وٕہ منٛز تم تھٔۍ چھٕ لشتی بان

یتھے پاٹھۍ یتہٕ زن اکہِ طرفہٕ حضورن ہند بے پناہ عظمتُک ذکر چھُ آمُت کرنہٕ تتہٕ چھُ یہِ آمُت یاد تھاونہٕ کہ تم چھہ خُدایہٕ سٕندۍ بندہ تہٕ رسول۔ سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈ انسان تیوٚت بوٚڈ تہٕ تھوٚد زِ خُدایس وراے چھُنہٕ کانہہ تتہٕ بجر تہٕ تھر رحاصل، مگر انسان

فَمَبْلَغُ الْعِلْمِ فِیْہِ اَنَّہٗ بَشَرٌ
وَاَنَّہٗ خَیْرُ خَلْقِ اللّٰہِ کُلِّھِمِ

قصیدس منز چھُ امام بوصیریؒ برٛ لطیف طریقس منز تمہِ شاہراہِ اعتدل و توازنٕچ نشاندہی کران یوسہ اسلامن دنیا پرستی تہٕ ترکِ دنیا ہُس درمیان قایم کرمٕژ چھے۔ نفس چھُ لذت پرستی لنشہ یتھ رٹن تہٕ رام کرُن مگرستی چھُ اکھ خیال تھاوُن کہ بالکل خالی یڈہ ہند فتنہٕ تہٕ چھُنہٕ شکم پرستی لنشہٕ کم آسان سہ

لذتن موٚت بہٕ باغی رام کرُن
ہُنگ ہرنا رٹن بدام کرُن
سوٚم رٹن یتھنہٕ فاقہٕ روزی زانہہ
کوم کرُس یتھنہٕ ژوٚرِ سوزی زانہہ

میانہِ زاے چھےٚ کہ قصیدہ بردس یوسہ مقبولیت حاصل پیٛمژ چھےٚ تہٕ یتھ پیٹھ پانہٕ نبین مہرِ تصدیق ثبت کرمٕژ چھےٚ تمیک وجہ

چھُ یہِ کہ اَتھ اندر چھِ اسلامٕچ متوازن تعلیم خالص تہٕ بے آمیز طریقس منز پیش آمژ کرنہٕ۔

یوٚت تام قصیدُہ بردٕک فنی تہٕ شعری پہلوٗک تعلق چھُ ادیبہٕ غار جانبدار طالب علمس پیٚیہِ یہِ اعتراف کرُن کہ اَمہِ لحاظہٕ چھُ قصیدہ واریاہ کمزور۔ اَمِچ زبان چھِنہٕ معلقاتن ہنز ڈُب ڈُب کرِونی زندہ تہٕ متحرک زبان نہٕ چھِنےٚ حضرت حسانؓ بن ثابت ہنز قرآن و حدیثس ستۍ رلہٕ وِنی آسمانی آہنگچ زبان۔ اَتھ اندر چھِ استعارہ، موسیقی، روانی تہٕ برجستگی قریب قریب مفقود۔ حق چھُ یہِ کہ مےٚ کوٚر قصیدُہ بردٕک حقیقی لُطف نازکی صابنہٕ ترجمہٕ نِشےٚ حاصل۔ فنی لحاظہٕ چھُ تِہُند ترجمہٕ اصلہٕ نِشہٕ بلاشبہٕ بہتر۔

فنک زوٗر تہٕ چھُ سرتازہ استعارن ہنز تخلیق۔ اصل قصیدس منز چھِنےٚ یہِ کمی ٹاکارہ پاٹھۍ محسوٗس گژھان۔ اَتھ برعکس چھُ نازکی صابُن ترجمہٕ بیان محض (ABSTRACT STATEMENT) استعاراتی زبانۍ منز منتقل کرنٕچ اکھ بہترین مثال۔ یہِ سمجھنہٕ خاطرہٕ چھُ پوٗرہ قصیدک تہٕ تمکہِ ترجمُک تقابلی مطالعہ ضروری۔ مطلب واضح کرنہٕ خاطرہٕ کرہٕ بہٕ کیہنہٕ مثالہٕ پیش۔

گوڈنکس شعرس منز 'نادلاین' دوٚیمس منز 'وُزملن ہند گینڈ کرُن'، ترٛیمس منز 'لول نالس رٕٹھ کڈان بازر'، شُرٛیمس منز 'لاگمن تھَپ کرو'، اکوہِمس منز 'ہاگِہ ہرنارٹن' چھِ تِم لوٚبہ وِنۍ استعارہٕ ییم اصلس منز مفقود چھِ۔ پانژاہمہ شعرکس ترجمس منز چھُ نازکی صابن 'طوٗرک' استعارہ بڑٕ خوٗبی سان ورتوومُت تہٕ 'طورن' تہٕ 'نوٗرن' چھِ دلاویز موسیقی پادٕ کرمژ۔ اصلس منز نہٕ چھُ کُنہِ طوٗرک ذکر تہٕ نہٕ نوٗرک بلکہ چھُ تمہِ خیالُک اکھ بیانہٕ مجرد یتھ نازکی صابس نِشہٕ شعر بنیومُت چھُ شیٚتہِ تہم شعر چھُ اصلس منز یتھ پاٹھۍ:

لَوْ نَاسَبَتْ قَدْرَہٗ اٰیَاتُہٗ عِظَمًا
اَحْیٰی اسْمُہٗ حِیْنَ یُدْعٰی دَارِسَ الرِّمَمِ

تہٕ نازکی صابُن ترجمہٕ چھُ

شانہٕ بوٗڈ ہاوِ معجزات اگر
یُل ژٹِن دل دِیَن زٕٹُو یہِ جگر

یتھے پاٹھۍ چھُ اَرَوَس زاہُم شعر اصلس منز یتھہٕ پاٹھۍ:

كَاَنَّمَا اللُّؤْلُؤُ الْمَكْنُوْنُ فِيْ صَدَفٍ
مِنْ مَّعْدِنِيْ مَنْطِقٍ مِنْهُ وَمُبْتَسِمِ

تہٕ نازکی صابُن پیکر تراش تخیّل چھُ یتھہٕ پاٹھۍ لوٗش چھکان:

دند کرزٕ کورِ زن نبس اندر
موختہٕ یاقوت کُس ڈبُس اندر
کانِ یاسین تہٕند سُہ غنچہٕ دہن
وُہ تبسُم سُہ رنگ لبتہٕ چمن

نازکی صابنن ترجمہٕ چھِن تخلیقی گلکارین منز چھے سود دلکش موسیقی تہٕ شامِل یوسہٕ تمام ہژ شاعری ہُند زیور چھے تہٕ یوسہٕ ترجمہٕ کِس ہر شعرس

منز جود وُز ناداں پیٹھ شالہٕ پاٹھۍ:

روزِ کیا ژُورِ چشمہٕ چھے گریان
بوزِ کیا دل سُران چھُ کم طوٗفان.

سرِ شامَن سُہ آو والِپس دراو
راتِ راتس نلومئے نابہٕ اُلاو

ترجمہٕ اکھ خوٗبی چھے یہِ تہٕ کہ اتھ منز چھُ کاشُری روزمرہ تہٕ محاورٕتی زبان بڑٕ مہارتہٕ سان ورتاونہٕ آمژ: مثالے

تھاو وُٹھ یِم نصیحتکی طوٗمار
چاژ کتھہٕ مصلحت بہٕ لولہٕ بیمار

نوشدارو نصیحتک بَرسَر
لول نالس زٕٹھ کڈان بازر

دین و دنیا پننُ کرم کرِ زبم
رحمتچہِ جوبہٕ جوبہٕ دل بڑِ زبم

واریاہن جایَن چھ ترجمہٕ کارن اصلہٕ کِس اِحساسس پھُٹھ کڈان کڈان تۄ نوِ خوبصورتی پادٕ کرمژ مثلاً:

حمد پیَس ذاتہٕ حق پرٛان پلتےٚ
وصف گنزرِنی تہندی بہ کوٗزانےٚ
"نعت گو" پانہٕ ذُوالجلال تمن
یہ چھُ بوڈ عزتُک کمال تمن

یا

ناکُرگرد نہٕ طوٗمار گوٚ نہٕ ہنٛن ہندی
دراس زنٛ "ہدیِ نعم" تس ڈنڈِ وندی
چھم ندامت کرِ یا قبوٗل کرِ یا
رحمتُک رودٕ مےٚ کرن نزوٗل کرِ یا

کُلس پیٹھ وُنوٗ یہ کہ نازکی صابُن ترجمہٕ چھُ اکھ مستقل بالذات تخلیقی کارنامہ یتھ اندر قصیدہ بردگ سپرٹ پوٗرہ پوٗرہ ملحوظ نظر تھاونہٕ چھ آمت مگر یہ چھُ اصلہٕ نشہٕ بہتر تخلیقی زبانۍ ہندِس لباسس منز جلوہ گر سپدمُت ۔

نازکی صاب چھ بجا طوراٗ بلند پایہ تہٕ بابرکت کارنامہ خاطرہ بیٹھے مبارکبادک مستحق ۔ اللہ تعالیٰ کرِ تہنز یہ خدمت قبول تہٕ تمن کرِن جزا نیک عطا تہٕ یتی کرِن مےٚ بندہ عاصیس تہٕ پننہٕ مغفرت تہٕ رحمتہٕ ستی فیضیاب ۔

ڈاکٹر غلام رسُول ملک
صدر شعبہ انگریزی، کشمیر یونیورسٹی
سرینگر

قصیدٕ چھُ اصلن عربی شاعری ہنٛزٕ صنف تہٕ عربن ہنٛز بہترین شاعری چھےٚ اَتھی صنفس منٛز۔ رتھ کھٕڑٕ معلقات آسۍ قصیدٕ یم دورِ جاہلیتس منٛز خانہ کعبس عربچہٕ بہترین شاعری زٕنگی دریردٕ بنٛتھ الانٛدٕ آسۍ۔ میون گمانہٕ چھُ زِ غزل تہٕ چھُ قصیدٕ منٛزٕ درامُت، تہٕ کیازِ قصیدٕ کۍ تشبیب چھُ بہرحال غزلٕچی رنگ ژھٕٹھٕ وٕنی جوانی یاد پاوان۔ یتھ منٛز فِرٲق، ہجرُک نار تہٕ جُدٲیی ہنٛز ژھرٕ ژھرٕ نظر گژھان چھےٚ۔ درحقیقت اوس عربی قصیدن منٛز یوہے حصہ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ زوردار، جذبٲتی، رٕلہٕ تہٕ رنٛگہٕ رُوٕن آسان۔ غزل کردراو اَمہِ لِنٛہ بحیثیتِ بیون صنف لوٗن چھُ ہنادُکس منٛز تہٕ اَتھ چھِ مزید مطالعُچ ضرورت۔ یُس یتھ بحثس سٕتۍ متعلق چھُنہٕ باسان، البتہٕ یہ کتھ چھےٚ ثٲبتھ زِ غزل تہٕ چھُ عربی زبانٕ ہندٕ لفظ، یتھ معنہ چھُ سُہ کلام یتھ منٛز معشوقہٕ سٕند حُسن وجمال، پننُن ذوق وشوق، ہجر تہٕ وصال یا گُل تہٕ بلبُل تہٕ دیتھ منظر کشی ہند تذکرٕ آسہِ۔ اَمۍ چھ لتٕ شخصس عربی پاٹھۍ "غزل" ونان یُس عشق تہٕ محبت یا پننِس معشوقہٕ سُند تذکرٕ بار بار کرِ۔ تہٕ زنانن سٕتۍ راز ونیاز چہ کتھ کرِ۔ غزلُک بیاکھ معنی چھُ رُزٕ وُٹھٕ، سِٹھٕ کتنُن تہٕ خالی سِتھرٕ۔ یُس بہرحال غزلکہ اصل موضوع نِشہٕ بالکل دوٗر چھُ۔ غزلُک اصل یاوُن چھُ یزی پاٹھۍ فارسی شاعری منٛزٕ سعدی تہٕ حافظس نِشہٕ رنگ ژھٕٹان تہٕ یہ عربی گُلالہ چھُ عجمی ماحولس منٛزٕ زیادٕ گلنار گژھان، میون خیال چھُ زِ عربی قصیدکو مدح خوانی تہٕ قبیلن ہندین سردارن ہنٛز قدرشناسی پننہٕ اصلہ نِشہٕ دوٗر تہٕ یہ اثر گٔیہ و تمہٕ سات تہٕ ییلہِ اسلام پیٹھ پتہٕ اُموی دورس پیٹھ بروٚنہہ کُن قصیدٕ بڈین بادشاہن ہند دریوزٕ گر بنیاو۔ اسلامہٕ برونٹھ یعنی دورِ جاہلیتس منٛز اوس قصیدٕ شاعرن ہنٛزٕ ذٲتی شجاعتُک، نسبی فضیلتُک، پننہٕ خاندانکہ عظمتُک، پننین سوارن ہنٛز برق رفتاری تہٕ پننین تلوارن تہٕ کرٹن ہنٛز آبداری ہندٕ یوت تذکرٕ۔ اَتھ سٕتۍ اوس صحراون ہنٛز وُسعت نخلستانن

ہُند شہجار تہٕ ڈیر جانٕہ ہندی لوٗت یاد، تِمَن رنگہٕ ڈولین تہٕ محٔلن ہُند راوَن تیول تہٕ پتہٕ اوٗن یمہٕ شاعرس یا قصیدٕ نگارس وُدرٕ روگ تُلان آسہٕ۔ گویا نسوانی عشق اوس یمَن قصیدن ہنز بوج زیرٕ ین یوسہٕ آخرس تام قصیدٕچ دلچسپی، ایمائیت تہٕ ڈرامائیت برقرار تھاوان آس۔ اسلام ینہٕ پتہٕ ژھینہٕ جہالتکہٕ دورکہٕ زال تہٕ قرآن مجیدٕچ لاہوتی لے ٔنبیہٕ عربی ادبٕچ کہوٗٹ۔ اَتھ جدلیاتس منز گوٚو قصیدٕ تہٕ مسلمان تہٕ دورِ مسعودِ نبوی ؐ تہٕ خلفاے راشدینٕ ہندِس دورس تام رٕوٗد یوٚہے معیار قایم۔ حسان بن ثابتؓ ینز شاعری چھےٚ اَمہٕ معیارٕچ بہترین مثال۔ یہ چھےٚ وِزِ یمن تمام قصیدن ہموسام۔ البتہٕ زیرِ نظر قصیدہٕ بردس متعلق کینہہ وَنُن چھُ ضروٗری۔

قصیدہٕ بُردُک مصنف حضرت امام شرف الدین محمد البوصیریؒ چھٕ ستمہٕ صدی ہجری ہندی مشہوٗر تہٕ بلند پایہٕ عربی شاعر۔ یہ چھُ سُہ وقت یلہٕ منگولو اسلامی دُنیاہ تہٕ وبالا اوس کوٚرمُت۔ قصیدٕ اوس یمنہٕ میزانہٕ ڈلتھ۔ دُنیاوی پادشاہن ہندین دربارن ہُند زینت بنیومُت۔ اَمہٕ حیثیتہٕ چھُ یہ قصیدٕ اکھ نادر قصیدٕ یمیک ممدوٗح کانہہ دُنیاوی بادشاہ یا معشوق چھُنہٕ بلکہ چھُ سُہ ذاتِ پاکؐ یُس تمام کائناتُک محور، مطلب تہٕ روح چھُ۔ حضرت بوصیریؒ چھ یکم شوال ۶۰۸ھ مطابق ۷، مارچ ۱۲۱۳ء ابوصیر یا بوصیر ناوٕچہٕ جایہ زاتہٕ اَمتی۔ اَدے چھِہ یمَن "البوصیری" وَنان۔ یہنٕز زندگی ہندی سرٕہم واقعات چھےٚ نہٕ میلان۔ شاید اگر یم قصیدٕ بردٕ لیکھہٕ ہن نہٕ یہند اسم گرامی ماروز ہے پردہٕ خفاہس منز۔ وَنہٕ چھُ یوان اوائلِ عمرس منز آسی یم دُہن ورین بیت المقدس منز روزان۔ تہٕ اَمہٕ پتہٕ آے مدینہٕ منوّرہ تہٕ بنے تتہٕ کی بسکین۔ اَمہٕ پتہٕ رٕوٗدی مکہ معظمہ منز تہٕ واہن ورین معلّم قرآن سندِ حیثیتہٕ مامور۔ تہٕ واہہ وُہری درائے مکہ منزہٕ تہٕ سرکاری ملازمتہٕ کِس سلسلس منز گے بلبیس تہٕ آخرس گے (بقولِ حاجی خلیفہ) ۶۹۴ھ بقول امام سیوطیؒ ۶۹۵ھ تہٕ بقول مقریزی تہٕ ابنِ شاکر ۶۹۶ھ منز اسکندریہ یمہٕ عالمہ۔ تہٕ فسطاط جایہ آے

حضرت امام شافعیؒ صٲبنس مزارس قریب دفن کرنہٕ۔ حضرت بوصیریؒ
چھِ بلند پایہ عالم آسنس سٟتۍ سٟتۍ زرین رقم خطاط تہٕ آسی مٕتۍ۔ تہٕ پیٚہ خطاطی
اُس تہٕندِ اوذقہٕ کماوُنٕک ذریعہ۔ یِہنٛد دیوان تہٕ چھُ دیوانِ بوصیری
ناوٕ قاہرہ شایع سپُدمُت۔ یِتھ منٛز یہٕ قصیدہ "الکواکبُ الدُّرّیہ
فی مدح خیرالبریہ" ناوٕ شایع گومُت چھُ۔ اَمہِ قصیدُک دوٚیُم
ناو چھُ قصیدہٕ بردہ تہٕ۔ یِتھ قصیدس چھِ عربی، فارسی، اردو تہٕ لاطینی
زبانٕ منٛز شرح تہٕ آمتۍ لیکھنہٕ۔ اَکھ فارسی ترجمہ چھُ حضرت عبدالرحمٰن
جامیؒ ہیوٚ بوڑ عاشقِ رسولن کوٚرمُت تہٕ اَکھ اردو ترجمہ یِتھ منٛز
ترجمہ کارن اصل عربی قصیدٕ حضرت جامی سٕنٛد فارسی ترجمہ تہٕ پننۍ گلہاے
عقیدت رَلاوِتھ پیش کٕرِمتۍ چھِ۔ چھُ جناب محمد فیاض الدین نظامی
بہزاد دکن سٕنٛد ہدیہ ۳ یہٕ چھےٚ عربی زبانِ ہٕنٛد عالم، شناسا
تہٕ نہٕ، البتہ اگر لفظس معنی نکرتُن تہٕ جملُک اصل سمجھُن زبان زانہٕ نکو
ابتدایی تقاضہٕ پوٚرٕ کران چھِ۔ تیلہِ چھُس یہٕ اَتھ دایرس منٛز گنہٕ تام شامل۔

میانہٕ خیالہٕ چھُ شعرس تمہ چہ اصل زبانٕ منٛز تفسیر تہٕ تفہیم تام
کرُن ناممکن۔ تہٕ کیازِ شعر چھُ بذاتِ خود اَکھ طلسم یُس توٚت تام لنجہِ پیٹھ چھک
پوش یا گولاب زٕرگس پیٹھ لوٚتۍ چھُ یوت تام سُہ پننِس اصلی صوٗرتس منٛز
چھُ۔ تہٕ ییلہِ سُہ معنہٕ مطلب کُس جراحت خانس ژٕ اونہٕ سُہ چھُ لنجہِ پیٹھ ژھنان
تہٕ عمل جراحی ہٕنٛد شکار گژھتھ نابود گژھان گویا طلسمُک خاب چھُ پھٹتھ
پیٚنہٕ ہِن تعبیر کمِن وٲرانن منٛز راوان۔ یہ گوو بیٚنہٕ زبانٕ ہٕنٛد حال تہٕ ییلہِ عربی
ہشہٕ پُر جلال زبانٕ ہنٛز شاعری کاشرِس ماحولس منٛز ترجمہ کرنہٕ یِہو تتھ
کیا حالت گژھہِ تہٕ نہٕ چھُ معلوم۔ یِتھ ڈلوتھ تیلہِ کیا جواز چھُ میانِس ترجمس
روزان۔ مےٚ چھُ اَتھ سلسلس منٛز عرض زِ شاعری چھےٚ اَکھ بوٗد، اَکھ طلسم
اَکھ خاب تہٕ اَکھ مدہوشی، فن پارہ چھُ حساس قارین اَکھ ماحول، اَکھ دُنیا
تہٕ اَکھ طلسم خانہٕ مُہیا کران اگر یمہ سارٕے چیز قایم تھٲوِتھ اَمکہ رُحک
اظہار کرنہٕ پیہ۔ سُہ اگرچہ اصل آسہٕ، مگر اصلُک عکس آسہٕ ضروری۔ مےٚ
چھےٚ یِتھ حدس تام نیازمندی زِ مےٚ چھُ جرأتِ بیجا کوٚرمُت۔ مےٚ نہٕ!

آلودہ دامن تہٕ روسیاہ حضور نبویؐ سنٛز یِتھ جسارت کرٕنۍ چھُ دیدنی،
مگر میانہٕ جگرٕچ ڈگ تہٕ چشمن ہندٕ ریٚتہٕ مُشہٕ رُود چھُ مےٚ حوصلہٕ بخشان،
مےٚ چھےٚ کوشش کرمٕژ حضرت بوصیرینٛ لیُٛ خاب وُچھتھ اَسہٕ تام
واتناوُنہٕ کرٕنۍ بہٕ پننہٕ زبانۍ ہندٕ محاورٕ تہٕ روزمرہ ذریعہ رٕنچ کوششہٕ؛
بہٕ وَننہٕ اَتھ کوششہٕ ترجمہ بلکہ وَنٛس ADAPTATION مےٚ
چھُ قصیدُک رُوح قایم تھاوِتھ اَتھ مُبارک قصیدس کاشُر وَردن
لاگنچ کوشش کرمٕژ۔ مےٚ چھےٚ کینہہ LIBERTIES تہٕ نیمٕژ۔
حضرت جامیؒ تہٕ بہزاد صابن چھُ قصیدٕکس بحرس بلکہ ردیف
قافیس تام اصل قصیدکہٕ تتبع کوشش کرمٕژ۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ اَمہٕ
سۭتۍ تمن اَکس محدُود دایرس منٛز قاد پیوٚمُت روزُن یمہٕ سۭتۍ
قصید محض لفظٕ ترجمہ چھُ بنیومُت تہٕ اصل رُوح چھُنہٕ ظاہر گومُت
بحرٕ زنٛگ ورناوٕ مےٚ کٲشیرِ منٛز ہر دل عزیز درُودچ بحر تہٕ ہیتہٕ زنٛگ تھود
مےٚ اَتھ مثنوی ہند فارم۔ اَمہٕ سۭتۍ گو میانہٕ خاطرٕ ممکن زِ لفظو بجایہٕ
گژھہٕ خیالس ترجمہ تہٕ پیکرٕ بجایہٕ ہاوُرٕ پنُن جلوہ یہٕ کتھ حدس تام چھس
پننہٕ کوششہٕ منٛز کامیاب سپدُمت یہٕ فاصلہٕ کرُن چھُ تُہنٛز کام۔ مےٚ
عربی تہٕ کاشرٕ زبانۍ ہندی ماہر چھِ تہٕ کیازِ مےٚ چھُ عربی قصیدے زیرِ نظر
رُودمُت فارسی تہٕ اردوٗ نثرٕ چھےٚ مےٚ فقط رہنمائی تہٕ تقابلُچ کام ہیوٚرمٕژ۔
یمہٕ قصیدُک وجہٕ تصنیف بیان کران چھُ حضرت بوصیری
فرماوان۔ "مےٚ گو وفالجُک حملہ تہٕ نصف جسم گوم بالکل بے حس
تہٕ بے حرکتھ سیٹھاہ علاج کوٚرُم مگر کانہہ فایدٕ ووٚدُم نہٕ۔ نہایت مایوس
گژھتھ کوٚر مےٚ ارادٕ زِ حضورِ نبویؐ لیُٛس منٛز گذارہٕ یہ قصیدہ تہٕ اَمہٕ کی
توسُل کرٕ بارگاہِ رب العزتس صحت لبنُک دُعا۔ پروردگارن اوٚن
میون یہ ارادہ لعمل۔ تہٕ میون دُعا گو وقبُول۔ چنانچہ مےٚ ہیوٚت
قصید لیکھن۔ قصید تکمیلس واتتھ گیہ مےٚ زولہٕ۔ خابس منٛز وُچھم
حضورِ ختمی مرسلت سیدالمرسلین رحمۃ للعالمین صلی اللہ علیہ وسلم
تشریف فرمایمو پھرنو وپنُن دستِ مُبارک میانِس جسمس پٹھ تہٕ

پٮ۪ٹھ ردا٘ۍ مبارک ترٛاوِتھ ہٮ۪ٚتھ۔ فورن گوٚس بہٕ صحت یاب بہٕ گوٚس نیندرِ بیدار۔ مےٚ وُچھ پننٮ۪ن پانن مکمل صحت یاب، بہٕ اوٚسُس پلنٛگ تھوٚد تہٕ ہیکان وٕتھِتھ تہٕ پکِتھ تہٕ۔ صُبحس نیرِتھ بہٕ گرِ دراس مےٚ سمکھ اکھ قلندر راہ لیُس بہٕ اَمہِ بوٛنٹھ زانہہ ہُن نہٕ۔ تِمو وۄن مےٚ زِ قصیدٕ پرِ تہٕ، یُس تۄہہ حضورٕنِس ہندِ تعریف کرِتھ چھِ۔ حالانکہ اَمہِ قصیدُک اوسنہٕ اَتہٕ تام کانٛہہ علم۔ مےٚ پرُٛژھ پٮ۪مُن تِہندِس ہیوٗ مدحیہ قصیدٕ چھو بوزُن یژھان۔ تِمو فرموو۔ یُس اَمہِ ابتدا

اَمِنْ تَذَکُّرِ جِیْرَانٍ بِذِیْ سَلَمٖ۔ چھُ۔ اَمہِ پتہٕ

وۄنُم تِمو چھِکھ مےٚ راتھ زِ یہِ قصیدٕ حضورِ پُر نور صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِس دربارس منٛز پران۔ مےٚ کوٗر یہِ قصیدٕ تِمن حوالہٕ۔ لیکن منٛز گوو اَمہِ واقعُک شور وغوغا یوٗت تام زِ وقتکِ وزیر الصاحب بہاءالدینس تام واتُن یہِ کتھ۔ سُہ گوو اَمہِ واقعہٕ سِتۍ یوٗت متاثر زِ تِمو کرنوو یہِ قصیدٕ نقل تہٕ عہد کوٚرُن زِ سُہ آسہِ یہِ قصیدٕ کھوٚر ننہٕ ووٚد تہٕ سر برہنہ روزِتھ

بوزان۔ چنانچہ سُہ اوس اَتھی حالتس منٛز اکثر اوقات بوزان۔ سُہ تہٕ تِمۍ سُند خاندان روٗد اَمۍ قصیدٕ کہِ برکتہٕ دینی تہٕ دنیوی فیوض و برکاتن ہُند مرکز۔"

علامہ اقبالن چھُ پننہِ فارسی شاعری منٛز بوصیرینٛد یُہے قصیدٕ حضورٕ اکرمنٛ وسیلہٕ اَنِتھ پننہِ صحت یابی ہندِ دعا مونٛگمٕت تہٕ منٛز اثر پذیری ہُند چھُ یہِ عالم روٗدمُت زِ ذوق و شوقس منٛز چھُ تِمو ابتدائی اشعارن منٛز ماحول یادٕ کرنہٕ خاطرٕ منظر نگاری خاطرٕ اَمۍ قصیدٕ کہِ ابتدائی اشعار ژارِ کرِمتۍ۔

اَمْ ھَبَّتِ الرِّیْحُ مِنْ تِلْقَاءِ کَاظِمَۃٍ
وَاَمْ اَوْمَضَ الْبَرْقُ فِی الظَّلْمَاءِ مِنْ اِضَمٖ

کاظمُک مُشک چھوٚکرِ واوِ گلبو
وُزمُلو گیند کوٚرا اِضم تہٕ بُلبو

تہٕ اقبالُن صابٕز مصرعہٕ چھُ سہ ریگ نواحِ کاظمہ نرم ہے مثلِ پرنیاں

یاہ کوہِ اضم کودے گیا رنگ برنگ طلیاں

تہٕ اقبالن چھُ دوٚیمِس بندس منز یہ کتھ شروٗع کران زِ جبریلن تٕس دوپ ہاوکھ

بُنہٕ حضرت بوصیرس نزدیک بہناوان چھُ۔

آئی صدائے جبرئیل تیرا مقام ہے یہی

اہلِ فراق کے لئے عیشِ دوام ہے یہی

کوہِ اضم چھُ مدینہ منورس نزدیک وُڈرَن ہُند اکھ سِلسِلہٕ تہٕ ذی سلم چھُ اکھ حسین گام۔ اَتہٕ پیٹھے چھُ حضرت بوصیری پنٕنے وڈر ماٲنِ پرانٕن کھنڈرن تہٕ دردِ گامن ژھانڈِ دوان۔ تہٕ تشبیب موکلاوِتھ محبوب سندن مدحن کُن گریز کران۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ اُمی عالیجناب ذاتکہ وصف کشف، وحی، الہام، فتحمندی، نیازمندی، رحمتُک زُد بناوِتھ بروہہ پکہٕ ناوان۔ تہٕ ساری سے قصیدس منز چھُ پانہٕ رحمۃ للعالمین ذٕکھس تہٕ مہر تصدیق ثبت فرماوان۔ اَمہِ قصیدکہِ عظمتُک کیا چھُ اَمہِ کھوتہٕ ثبوت زِ بہزاد صاب چھُ پننس مقدس منز لیکھان۔

"اس قصیدے کو میں نے ۱۹۵۶ء میں مسجد نبوی کے گنبدوں میں نہایت خوشخط لکھا ہوا دیکھا ہے۔"

بہٕ کر بٕیہِ اکہٕ لٹہِ پننِس جسارتس کُن اِشارٕ۔ بہٕ چھُس خُدایس نِش ساروے کھوتہٕ زیادہ گوناہ گار بندٕ۔ مےٚ چھُ پننین صغیرو کبیرو گوناہن ہُند اقرار۔ مگر ممدوح چھُ رحمتُک ذریاو کیا بٕڈ کتھ چھےٚ زِ محشرس منز یلہٕ حضرت بوصیرس نورک انعام ییہِ بخشنہٕ، حضرت جامیس خلعت دلن تہٕ باقی ترجمہٕ کارن مالے برن، مےٚ روسیاہس کُن تہٕ دوٚرتھ تہٕند گوشۂ چشم۔ تہٕ اَتھی تِہ نیر بہٕ دریاے معاصی منز تہٕ رحمت رٹم نہٕ تَل۔ بقول جامیٔ کشمیر حضرت عبدالاحد نادمؔ۔

سو بٕڈ اسٕتھ کون ہیتھ دٕرامژ

چھےٚ خریدار یوٗسفس آمژ

دیت مےٚ سے ڈٕل خوش بیانن منز

ییتھ ہنم ناو نعت خوانن منز

یِہ مُسودس چھُ ڈاکٹر غلام رسُول ملک صأبن مُقدمہ لیوکھمُت۔
ملک صأب چھِ انگریزی شعبکۍ انچارج سربراہ۔ اللہ تعالیٰ ہَن چھُ تمن
علمُک نوٗر تہٕ علمہٕ ہُند شعوٗر دۄشوے چیز عطا کرِمتۍ۔ تمن چھُ عربی،
فارسی، انگریزی، اردوٗ تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہُندین علم گنجن ہُند صحی ادراک۔
بہٕ چھُس تہُند شکرگُزار زِ تمو کوٚڈ وقت تہٕ اصل عربی قصیدس سٟتۍ
کوٚرکھ شعر بہ شعر ترجمُک تقابل، تمہٕ پتہٕ لیوٗکھکھ دلسوزی تہٕ
جان گُدازی سان سرِدارِ دوعالمؐ سُندِ لولہٕ تہٕ میانہٕ التجاہٕ مُقدمہ۔
یُس مُختصر آسنہٕ باوجوٗد نعتس پیٹھ عالمانہ نظرِ ہنز باوتھ کران چھُ۔
ملک صأبن یم تعریف میأنِس ترجمس کٔرِمتۍ چھِ سو چھےٚ تہنز ذأتی رأے
تہٕ مےٚ متعلق تہُند حُسنِ نظر۔ تنقیدکِس بازرس منز چھےٚ تہنز دیانتداری
مُسلّم۔ مگر خبر بے چھُسا اَتھ لایق۔ بہٕ چھُس تہُند شُکرگُزار۔
بہٕ چھُس مولانا نذیر احمد صاحب دیوبندی مُعلم مدرسہ
رحیمیہ بانڈی پورہ سُندہِ تہٕ سپاس گُزار یمو بڈ دردمندی سان یہ
قصیدہ تمہٕ وِزِ لوٗز ییلہِ بہٕ اَتھ ترجمہ کران اوسُس۔ یہ چھےٚ اللہ تعالیٰ
ہنز عنایت زِ مولانا صأبس آو یہ ترجمہ منہایت پسند۔ یمہِ تِمہ مےٚ
بروٗنہہ پکنُک حوصلہ پیوٚد۔ نَتہٕ چھُ ممکن زِ بہٕ ما ہمہِ ہا پتھے۔ مگر
مولانا ہنز علمی لیاقت آس اَمہِ کتھہِ ہنز ضامن زِ بہٕ چھُس نہٕ اَنہٕ گٹہِ
تیر چلاوان۔ اللہ تعالیٰ بخشن مولانا صأبس رُت جزا تہٕ رحمتُک بٔڈ کٔرِنس
اَتھ رٔوٹ۔
ڈاکٹر سیّد محمد امین اندرابی ڈایرکٹر اقبال انسٹیچیوٹ چھُ میانہٕ
ارجمند عزیز و منز۔ اُمس چھُ رُح تہٕ جسم دۄشوٕے خاندانِ مرتضویؑ کی چشم
تہٕ چراغ۔ اندرابی دودمان چھُ اُہُند نسب تہٕ نقشبندی قبیلہ یہُند
حسب اُہندس پیکرس منز چھُ اندرابی جمال تہٕ نقشبندی جلال باہم
پیوست۔ عشق نبویؐ چھُ اُہند سرِ وسامانِ کار، اوے یمہ ساعتہٕ پیٹھ
مےٚ قصیدہٕ بُردہ کأشرِس شعرگرتس منز آنہٕ چ کوشش کٔر، اُہندِ
عشقُک الاو رُوٗدمِن جلاو دِوان ییم آسہِ یمن کہن ہہن دہن مےٚ

روزانہ پرٛزھان زبہ کوٚت دوٚلتھ تہٕ ییلہِ یہٕ کأشُر ترجمہٕ پرٕن ہیوان اوٚس یمہٕ تہٕ اَسی میانٛی پاٹھۍ زٕ رۄد ہارِتھ زن تہٕ ممدوٗح بردہٕ ہندِس درودس پران۔ امین صابنہِ علمی صلاحیژ چھےٚ اَسی سارِی متعرف یہِ اَسنہٕ خالص عقیدتمندی، بلکہ کینژن جاین دِژ یمو ترجمس متعلق ہنایت پرٛژ مشورٕ تہٕ کیازِ یم چھِ شعرٕکۍ مزاج شناس آسنس سٟتۍ سٟتۍ عربی، فارسیکۍ تہٕ رمز شناس۔ قصیدہٕ مکمل سپدتھ تہٕ میون طبیعت پرزناوِتھ کٔر یمو پیشکش زِ یم چھاپن یہٕ قصیدٕ پننہٕ مزاجہٕ تہٕ لولہٕ مطابق۔ چنانچہ یمو کٔر فورا کاتب تہٕ پبلشرس سٟتۍ کتھ۔ یمو یمہٕ ذوق وشوقٕک اظہار کوٚر تتھ کیاہ بدلہٕ دِہ بہ، البتہٕ مدینکۍ خواجہ کرِپانے یہندِس لولس خریدارٕ. تہٕ یہندِ خلوص صحیح قدر۔

یہٕ قصیدٕ بوزن والین تہٕ پننہِ سرخوشی ہند اظہار کرن والین ہند تذکرٕ کرُن چھنہٕ ممکن، اگر بہ چھس تمن سارنے ہند ممنون۔ تمو بوٚر پننہٕ پرژھلول تہٕ مےٚ ہُریاو آبرو ے۔ البتہٕ یمو سٟتۍ چھ ڈاکٹر کمال الدین فاروقی صابٕنۍ خصوصن یہٕ درخواست کوٚرمُت زِ یم سٟتھ قصیدس پرٕن تم گژھن دربار نبوی کس اُمس عقیدت مندس تہٕ یاد تھاوِن تہٕ دُعا کرِن۔

معراج تُرکوی صابٕنۍ چھُ پننہِ خطاطی ہندِ فنچہ شریف تہٕ شاداب زبانِ سٟتۍ پننہٕ عقیدتُک اظہار کوٚرمُت۔ خطاطی چھ مسلمانن ہند آرٹ یمہِ سٟتۍ یمو خُدایہ سندِ جنگ تہٕ نبی سندِ عشقُک اظہار خاموشی سٟتۍ زبانِ سٟتۍ کوٚرمُت چھُ۔ تُرکوی صاب چھِ کٔشیرِ منٛز وقتہٕ کیو بہترین کاتبو منٛز یِمو یِہ لولہٕ تہٕ محبتہٕ یہٕ کام شوقہٕ سان انداواتناوُ سُہ چھُ پرٛژی پاٹھۍ یہندِ معصوم عشقٕچ اکھ مثال۔ نبی وندِن اُہندِس شوقس، یُس یہنزِ یژہٕ پرژھہٕ ہند آینہٕ چھُ۔

الله جل شانہٗ تھاوِن یہٕ میون نذرانہٕ قبول تہٕ میانِین شُرین زُرین پوشہٕ ناوِن رحمتکِس نبی سندِ لول تہٕ اَمی لولکہٕ پاپہٕ ژھنکھ نمناس وقتہٕ چوٗناپہٕ تراس وٚلتوٚنش۔ پروردگار بخشِن یتھ ترجمس سے قبول عام یُس اصل قصیدٕک طالع چھُ۔

ڈاکٹر رشید نازکی
پروفیسر شعبہٕ کٲشُری، کشیر یونیورسٹی

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

١ — أَمِنْ تَذَكُّرِ جِيْرَانٍ بِذِيْ سَلَمٍ
مَزَجْتَ دَمْعًا جَرٰى مِنْ مُقْلَةٍ بِدَمِ

اے زیادِ صحبتِ یارانت اندر ذی سلم
اشکِ چشم آمیختی باخوں رواں گشتہ بہم

یارِ دلدارِ ذی سَلَم پیٹھ یاد؟
خوٗن ہورتھ اَچھو تہٕ لوٗیتھ ناد؟



٢ — أَمْ هَبَّتِ الرِّيْحُ مِنْ تِلْقَاءِ كَاظِمَ
وَأَوْمَضَ الْبَرْقُ فِي الظَّلْمَاءِ مِنْ إِضَ

یا مگر از کاظمہ بادے وزید از کوئے دوست
یا مگر در نیم شب برقے جہیدہ از اِضم

کاظمک مُشک چھوٗکرِ واو گُلبو؟
وُزملو گیند کوٗرا اضم تہٕ بُلبو؟

٣ فَمَا لِعَيْنَيْكَ اِنْ قُلْتَ اكْفُفَا هَمَتَا

وَمَا لِقَلْبِكَ اِنْ قُلْتَ اسْتَفِقْ يَهِمِ

چیست چشمت را چہ گوئی خشک شو گریاں شود

چیست دل گوئی بہوش آشفتہ گردد ز غم

روزِ کیا ژُورِ چشمہ چھے گریان

بوزِ کیا دِل سُراں چھُ کم طوفان



٤ اَيَحْسَبُ الصَّبُّ اَنَّ الْحُبَّ مُنْكَتِمُ

مَّا بَيْنَ مُنْسَجِمٍ مِّنْهُ وَمُضْطَرِمِ

اے تو پنداری کہ عشق عاشقاں پنہاں شود

باوجودِ آتشِ دل سوز وآب و چشم نم

تو تہ عشقس نکار ممکن چھا

کُس کری اعتبار ممکن چھا

٥ لَوْلَا الْهَوٰى لَمْ تُرِقْ دَمْعًا عَلٰى طَلَلٍ
وَلَا اَرِقْتَ لِذِكْرِ الْبَانِ وَالْعَلَمِ

گر نہ بودے عشق اشکت بر طلل کے ریختی
کے بدے بے خواب چشمت از غم بان و علم

خمہ ڈکھ ہتہ وداں ژ وارانن
"بان" و علمکی فسانہ مژرا ون



٦ فَكَيْفَ تُنْكِرُ حُبًّا بَعْدَ مَا شَهِدَتْ
بِهٖ عَلَيْكَ عُدُوْلُ الدَّمْعِ وَالسَّقَمِ

چوں کنی انکار عشقش چوں گواہی میدہند
بر تو اشکِ چشم دیگر زردیِ روے سقم

ژھاپہ تھاوِنی ریژھنہ یہ لولہ بیماری؟
اوش پہ دوش دل جگر چھے اتھ اظہاری

وَاَثْبَتَ الْوَجْدُ خَطَّىْ عَبْرَةٍ وَّضَنىً

مِثْلَ الْبَهَارِ عَلٰى خَدَّيْكَ وَالْعَنَمِ

عشق ثابت کرد بر و خطِ اشک و لاغری

چوں بہار روئے یار و سرخیِ شاخِ عنم

لاغری زرد روے اَوش ترا وُن

گاہ وو شلِتھ گُلالہِ مند چھاوُن

یم چھِ سارِی نشانہٕ چھےٚ ژٕے صنم

لالہٕ روخ چھی دزان "شاخِ عنم"



نَعَمْ سَرٰى طَيْفُ مَنْ اَهْوٰى فَاَرَّقَنِىْ

وَالْحُبُّ يَعْتَرِضُ لِلَّذَّاتِ بِالْاَلَمِ

چوں خیالِ دلبرم آمد مرا بے خواب کرد

عشق آرد درمیانِ خرمی رنج و الم

سرِ شامن سُہ آو والپھ دزاو

رأتی راتس لَلوٗ مٔے ناہٕ اَلاو

٩ يَا لَائِمِي فِي الْهَوَى الْعُذْرِيِّ مَعْذِرَةً ‌ ‌ ‌ ١٠ عَدَتْكَ حَالِي لَا سِرِّي بِمُسْتَتِرٍ

مِنِّي إِلَيْكَ وَلَوْ أَنْصَفْتَ لَمْ تَلُمِ ‌ ‌ ‌ عَنِ الْوُشَاةِ وَلَا دَائِي بِمُنْحَسِمِ



اے کہ در عشقم ملامت میکنی معذور دار

گر ترا انصاف باشد عذر آری از کرم

حالِ من وز تو گزشتہ سرِ من از دشمناں

نیست پنہاں دردِ من زائل نہ گشتہ از دلم

تھاو وُٹھ یم نصیحتکو طومار

چاٰنی کتھ مصلحت بہ لولہ بیمار

ننگ و ناموس عشق چھا مانن

یار، اغیار، حالِ دِل زانن

١١ مَحَضْتَنِي النُّصْحَ لٰكِنْ لَسْتُ اَسْمَعُهُ
اِنَّ الْمُحِبَّ عَنِ الْعُذَّالِ فِيْ صَمَمِ

تو نصیحت میکنی نیکو و من می نشنوم
عاشقاں باشند دایم از ملامت در صمم

نوشدارو نصیحتک برسر
لول نالس زِٹھ کڈان بازر



١٢ اِنِّيْ اتَّهَمْتُ نَصِيْحَ الشَّيْبِ فِيْ عَذَلٍ
وَالشَّيْبُ اَبْعَدُ فِيْ نُصْحٍ عَنِ التُّهَمِ

شیب پندم داد و من بردم گمانِ بدبرد
گرچہ شیب اندر نصیحت دور باشد از تہم

معتبر اوس پندِ پیرانہ
بوالہوس دِل زِ لُطف بیگانہ

١٣ فَإِنَّ أَمَّارَتِي بِالسُّوءِ مَا اتَّعَظَتْ
مِنْ جَهْلِهَا بِنَذِيرِ الشَّيْبِ وَالْهَرَمِ

نفس فرماں دہ بہ بدہا میکند ذیم خراب
وز جہالت پند نہ پذیرد ز پیری و ہرم
یاونَ دوؔپ بجبَر ونہاں چھُ کتھا
پوخبہ کتھ زانہ کیا بہ خام بُتا



١٤ وَلَا أَعَدَّتْ مِنَ الْفِعْلِ الْجَمِيلِ قِرَى
ضَيْفٍ أَلَمَّ بِرَأْسِي غَيْرَ مُحْتَشِمِ

ہم نہ کرد او کارِ نیکو بہرِ مہمانی او
بر سرم آمد فرود از من نگشتہ محتشم
یاد از پیوم ییلہ جوانی رآد
تمُ ونیوو پوزٔ مگر مےٚ کتھ مناوَ

١٦ لَوْ كُنْتُ اَعْلَمُ اَنِّيْ مَا اُوَقِّرُهُ
كَتَمْتُ سِرًّا بَدَا لِيْ مِنْهُ بِالْكَتَمِ

گر بدانستم کہ مہماں را نمیدارم عزیز
کردمی تغییر اسفیدیٔ مویم از کتم

قَدر زانم نہ پیرے مہمانش
یام دولتُ وڈُن بجُہ وآرانش



١٧ مَنْ لِّيْ بِرَدِّ جِمَاحٍ مِنْ غَوَايَتِهَا
كَمَا يُرَدُّ جِمَاحُ الْخَيْلِ بِاللُّجُمِ

نفسِ سرکش را ز بے راہی کہ می آرد براہ
چوں لگامے اسپ سرکش آورد از راہ ہم

چھا سأ کانثرھا رُکاوِ ییُس واوس
لاکمن تھپھ کُرو لوٹُس داوس

۱۷ فَلَا تَرُمْ بِالْمَعَاصِی کَسْرَ شَهْوَتِهَا
اِنَّ الطَّعَامَ یُقَوِّی شَهْوَةَ النَّهِمِ

پس مجو بر فعلِ عصیاں کسرِ شہوتہائے نفس
زانکہ قوت میدہد شہوت طعام اندر شکم

نفس امارہ خوش گوٚنہ گاری
آنہٕ گوٗمت تُلان پڑتھ خاری



۱۸ وَالنَّفْسُ کَالطِّفْلِ اِنْ تُهْمِلْهُ شَبَّ عَلٰی
حُبِّ الرَّضَاعِ وَاِنْ تَفْطِمْهُ یَنْفَطِمِ

نفس چوں طفل است گر شیرش دہی دائم خورد
ورنہ شیرش باز داری او نہ خواہد ہیچ دم

گرانہٕ شُر دود لا علاج تٔمِس
ماجہِ ہُند دود ژٹُن علاج تٔمِس

١٩ فَاصْرِفْ هَوَاهَا وَحَاذِرْ اَنْ تُوَلِّيَهُ

اِنَّ الْهَوٰى مَا تَوَلّٰى يُصْمِ اَوْ يَصِمِ

باز گیرش از ہوا بر خود ہوا حاکم مکن

چو ہوا حاکم شود دینت بشد یا گشت کم

بد ہواسی ہوس چھنے وہ تلادان

حاکماہ رعیتن چھ مند چھاوان

٢٠ وَرَاعِهَا وَهِيَ فِي الْاَعْمَالِ سَائِمَةٌ

وَاِنْ هِيَ اسْتَحْلَتِ الْمَرْعٰى فَلَا تُسِمِ



نفس را مقہور کن چوں در عمل جولاں کنی

در بچیزے انس گیرد باز دارش از ستم

گاہ لاگان چھ جامہ احرامی

ٹھوز کرتھ زور تھاو بدنامی

پانہ حاکم بنتھ مطیع کرون

از ہواو ہوس بنور پھرون

٧١ كَمْ حَسَّنَتْ لَذَّةً لِّلْمَرْءِ قَاتِلَةً

مِنْ حَيْثُ لَمْ يَدْرِ اَنَّ السَّمَّ فِي الدَّسَمِ

لذتے کاں با مضرت باشد آراید بخلق

آں چناں کو در نیابد ایں کہ زہر اندر وسم

لذتن موت پہ یاگ رام کرن

ہانگ ھرنا رٹن بدام کرن



٧٢ وَاخْشَ الدَّسَائِسَ مِنْ جُوْعٍ وَّمِنْ شِبَعٍ

فَرُبَّ مَخْمَصَةٍ شَرٌّ مِّنَ التُّخَمِ

تو بترس از حیلہ ہائے نفس چوں جوع و شبع

گاہ باشد گشنگی بدتر ز سیری و تخم

سۄم رٹُن یتھہٕ فاقہٕ روزی زانہہ

کۄم کرُس یتھہٕ ژورِ سوزی زانہہ

وَاسْتَفْرِغِ الدَّمْعَ مِنْ عَيْنٍ قَدِ امْتَلَأَتْ ۔۔ وَخَالِفِ النَّفْسَ وَالشَّيْطَانَ وَاعْصِهِمَا

مِنَ الْمَحَارِمِ وَالْزَمْ حِمْيَةَ النَّدَمِ ۔۔ وَإِنْ هُمَا مَحَضَاكَ النُّصْحَ فَاتَّهِمِ

پس بہار از دیدگاں اشک کہ چشمت پُرشدہ
از محارم پس ملازم شو بدرگاہِ ندم



برخلافِ نفس وشیطاں باش فرمانش ببر
در نصیحت میکنندت قولِ شاں داں مُتہم

چشمہ چھل ہار خونِ بارآنی
یُتھ پُھٹی دِل تھبکھ نہ جولانی

نفس وشیطان یُیتھنہ بزمراون
دوس لاگیتھ گوناہ اباون

٢٥ وَلَا تُطِعْ مِنْهُمَا خَصْمًا وَّلَا حَكَمًا
فَاَنْتَ تَعْرِفُ کَیْدَ الْخَصْمِ وَالْحَکَمِ

ترک کن فرمانِ ایشاں خصم باشد یا حکم
زاں کہ میدانی تو مکرِ خصم و ہم مکرِ حکم

گاہ دُشمن تہٕ گاہ لاگن ددس
ہُرد صُورت رُٹن تہٕ والن پوس



٢٦ اَسْتَغْفِرُ اللّٰہَ مِنْ قَوْلٍ بِلَا عَمَلٍ
لَقَدْ نَسَبْتُ بِہٖ نَسْلًا لِّذِیْ عُقُمٍ

میکنم استغفر اللہ از کلامِ بے عمل
بچّہ میخواہم ازاں زن گو بود صاحب عقم

جامہٕ یُس آسہِ یم چھہِ پرٛزناوٕنۍ
سانگ یُس آسہِ یم چھہِ دِنہٕ تھاوٕنۍ

۴۷ أَمَرْتُكَ الْخَيْرَ لٰكِنْ مَا ائْتَمَرْتُ بِهٖ

وَمَا اسْتَقَمْتُ فَمَا قَوْلِي لَكَ اسْتَقِمِ

امر کردم من بہ خیرت خود نہ کردم ہیچ خیر

راستی در دین نہ کردم پس چہ سُود از گُفتنم

وُچھتہٕ مےٚ کُن دواں بہٕ لاف وگزاف

ظالما زنتہٕ بلہٕ تھکان انصاف



۴۸ وَلَا تَزَوَّدْتُ قَبْلَ الْمَوْتِ نَافِلَةً

وَلَمْ أُصَلِّ سِوٰى فَرْضٍ وَلَمْ أَصُمِ

توشۂ ہرگز نہ کردم بہرِ زادِ آخرت

وز نماز و رُوزہ جز فرضے نیامد در تنم

چندٕ چھوٚن دزاس برونٹھٕ زلوٗکھ سفر

بارِ عصیان چھُ گوب ہٕژر برسر

